Gundadeni Barhat Kath.

94197-97650.
Rakesh Koul

# گوناڑنی بڑہَت کتھا

ہُنٛدوستانٕکس اَدبَس مَنٛز یِمن کتھَن ہُنٛد ذِکر میلان چھُ تِمو مَنٛزٕ سارِوٕے پرٛأنۍ کِتاب چھےٚ گوناڑنی بڑہَت کتھا۔ یہِ کِتاب أس مۆلہِ روٗپَس مَنٛز پشاچی زبأنۍ مَنٛز لیکھنہٕ آمٕژ یوسہٕ نہٕ وُنۍ کُنہِ ژٕ دٔستیاب چھےٚ۔ اَتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ شکھ زِ گوناڑنہِ بڑہَت کتھایہِ ہُنٛد نہٕ آسُن چھُ ہِنٛدوستأنۍ اَدبَس سٕبٹھاہ نوقصان۔ رامائنکۍ تہٕ مہابھارتکۍ پأٹھۍ أس یہِ کِتاب ہُنٛدستانٕچ کہِ ادبی فنُک اَکھ موٗلُل خزانہٕ۔ والمیکیس تہٕ ویاسَس یُس درجہٕ چھُ عالمو دِتمُت سُے درجہ چھُکھ گوناڑیَس تہِ دِتمُت۔ گوروُ دَنن چھُ پنٕنہِ ''سپتہٕ شُستی'' مَنٛز وونمُت زِ یہِ اوس مہاریشی ویاسٕنۍ سُنٛدُے روٗپ۔

اَمہِ کِتابہِ ہِنٛدِس مۆلہِ روٗپَس تہٕ أمِس گوٚنہٕ مانَس مُتلِق چھےٚ مشرقی تہٕ مغربی سنسکرت عألِمَن ہٕنٛزٕ بیٚون بیٚون رایہِ میلان۔ جرمٕنکۍ سنسکرت عألِم بُہلو چھُ گوناڑیس گوڈنچہِ یا دۆیمہِ صٔدی مَنٛز تہٕ وبر چھُ شیٚیمہِ صٔدی مَنٛز۔ کیٖتھ تہٕ لیوی چھُ دۆیمہِ تہٕ ترٛیمہِ صدی مَنٛز مانان۔ سپسیر چھُ بڑہَت کتھایہِ ژور ہَتھ تہٕ شیٚٹھ عیسوی یَس درمیان مانان۔ کیٚنٛہہ مشرقی عألِم چھِ أمۍ سُنٛد وَق قبل مسیح برٛوٚنٛہہ مانان تہٕ کیٚنٛہہ چھِ شیٚیمہِ صدی برٛوٚنٛہہ مانان۔ یِم حوالہٕ کڈَن اَتھ سوالَس پۆرٕ پأٹھۍ گیٚنۍ۔ عظیٖم سنسکرت شأیِر کالیداس چھُ ''میگھ دوٗتس'' مَنٛز وَنان زِ اُجینکۍ بُزرگ أسۍ راژٕ اُدین سٕنٛزٕ کتھ ٹھیکھ پأٹھۍ زانان۔ یٚیمِیُک حوالہٕ اَسہِ سومہٕ دیوٕنٛس ''کتھا سرت ساگرس'' مَنٛز میلان چھُ۔ بانہٕ بھٹ (سَتِمہِ صٔدی ہُنٛد) چھُ ہرش چرِتس مَنٛز بڑہَت کتھایہِ ہَرِ لیلایہِ سٕتۍ مقابلہٕ کران مثلَن:

سَمُد دیپت گنٛدر پا۔ کرٛت گوری پژ سادھنا
ہرلیلے وَنو کیٚنٛہہ وِسمیایہِ بڑہَت کتھا

سمبنٛدھ (شیٚیمہِ صدی ہُنٛد) چھُ واسودَتایہِ مَنٛز أکِس تشبیہہ مَنٛز اَمِچ ذِکرِ یتھٕ پأٹھۍ کران:

''بڑہَت کتھالمبیرِ ومسالہٕ بھنجکا نہنے''

دَنن جے چھُ ''دَشہِ روٗپَس'' مَنٛز بڑہَت کتھایہِ ہُنٛد ناو وَنان دھنک چھُ وِشاکھ دَتنہِ مُدرارکھسک آگُر بڑہَت کتھایہِ مانان تہٕ دوٚن شلوٗکن ہُنٛد حوالہٕ دِوان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ نۆوِ مہِ صدی ہُنٛد اکھ کمبوڈین کتہٕ (انسکرٛپشن) گوناڑنی تہٕ بڑہَت کتھایہِ ہٕنٛزٕ ذِکر کران۔ یِمو مثالو تلہٕ چھُ نَنان زِ بڑہَت کتھا چھےٚ شیٚیمہِ صدی برٛوٚنٛھ لیکھنہٕ آمٕژ، تِکیازِ ڈنٛدی یَن چھُ پنٕنس ''کاویا درشنس'' مَنٛز امیُک تذکرٕ کران وونمُت زِ بڑہَت کتھا چھےٚ بۆتہٕ زبأنۍ یانے پشاژٕ زبأنۍ مَنٛز لیکھنہٕ آمٕژ مثلَن: بھۆتہٕ بھشامیم پرٛاہُر اَدبھُتارتھام بڑہَت کتھام'' اَتھ مُتلِق چھُ کیٚنٛژَن عألِمَن ہُنٛد وَنُن زِ مرٛت شکٹِک ڈرامہکۍ مُصنِف شوٗدرٛکن آسہِ بڑہَت کتھا وُچھمٕژ تہٕ أتھۍ بُنیاز پیٹھ آسہِ تٔمۍ وسنت سینایہِ ہُنٛد کِردار مَدن منٛجکایہِ ہِنٛدِس کِردارَس پیٹھ بنوومُت۔ مَدن منٛجکایہِ ہُنٛد کِردار چھُ سومہٕ دیوَن ''کتھا سرِت ساگرس'' مَنٛز اونمُت۔ مگر بدقسمتی کنۍ چھُنہٕ ''مرٛت شکٹِک'' ڈرامہٕ ہُک وَق وُنِس تاں عالمو شِکہٕ

کۆرمُت۔ لیکوٚن چھُ گوناڈیُن زمانہٕ ساتہٕ واہَن ہِنڈِس وَقتس ستہٕ آسنہٕ کِنۍ عیسوی گوڈنِچ صدی مونمُت۔ گوناڈین وَق چھُ ''کاتنٔترٕ'' گریمر بناون وأٹِس شرٕو ورماہَس ستہٕ ناو ینہٕ کِنۍ گوڈنِچہِ صدی ہُند پٔتِم وَق مولوٗم سَپدان۔ یتہِ پأٹھۍ چھِ أمِس بہلہِ پایہِ کِس گونہٕ ماتس مُتلِق بیٚون بیٚون رایہِ میلان۔

بڑمت کتھایہِ ہُند لفظی مانے چھُ بڈ کتھ۔ اتھ کِتابہِ منٛز آسہٕ أنیکھ کتھ درٕج۔ بہوٗدرن تہٕ بادشاہَن، جنن تہٕ پرٕ ییَن، پشن تہٕ جاناوارن، ٹھگن تہٕ ژھلہٕ گرٕن، جہاز رانن تہٕ ہأژن بیٚترِین ہنٛزٕ۔ اَمہِ کِتابہِ ہنٛزٕ بُنِیأز پیٹھ یمہِ کِتابہٕ سنسکرتس منٛز لیکھنہٕ آیہِ، تمن منٛز چھےٚ کھیٚمندرٕنی بڑہست کتھا منجری، سومہٕ دیوٕنی کتھا سرت ساگر تہٕ نیپالس منٛز حاصِل سَپدمُت بُدھ سوأمی سُند بڑہَت کتھا شلوٗکہ سنگرہہ۔م گوناڈنہِ شخصیتُک تذکرٕ چھُ اَسہِ بڑہَت کتھایہِ۔ 'کتھاسرِت ساگرس' تہٕ جے رتھنس 'ہر چرت چِنتامنہٕ' یَس منٛز میلان۔

کھیمندرنہِ وَننہِ موٗجوٗب چھُ گوناڈیُن زنم جنوبی ہُندستانس منٛز گوداوری دٔریاوس نکھہِ پرٛتِٹھانہٕ شہرس منٛز سَپدمُت۔ سوم دیو چھُ سپرُتِشٹھ نگرٕچ ذِکر کران یوسہٕ پَتھ کالہِ پرٛتِٹھانٕچ راز دأنی أس۔ یہِ أس سات واہَن خانداںٕچ تہٕ آندھراپرٕ دیشٕچ راز دأنی أسمٕژ ییٚمیُک ہالایا ساتہٕ واہَن یا شالہِ واہن مأرۍ موٚند رازٕ اوس۔ پُرانو مُطأبِق اوس ہالا اَرِسٹ شتہِ کرنہٕ سُند نیچُو تہٕ اوس۔ 460 پیٹھ 495 ق۔م تانۍ حکوٗمت کران۔ ساتہٕ واہَنس تہٕ شالہِ واہَنس بَدِ کڈنس منٛز چھےٚ جدید عالِمَن ہنٛز رائے زِ گوناڈِنۍ سرپَرست أسۍ 78 عیسوی یَس لگ بگ روزان یُس شالہِ واہَن ہِنڈِ سَموتُک تأریخ چھُ۔ مہابھارتہٕ موٗجوٗب چھُ پرٛتِشٹھان گنگایہِ تہٕ جمنایہِ ہِنڈِس سنگمس نکھہِ اَکھ تیرتھ۔

گوناڈی اوس اَڈٕ گوٚرمِڈٕ گوٚر زانَن وأٹِس رازٕ ساتہٕ واہَن سُند سبھٹاہ میٚہربان۔ اَکہِ دوہہٕ ناگس منٛز پأنِس ستہٕ گِنڈنہٕ وِزِ چھےٚ رأنی رازس وَنان۔ ما اُدگے یانے پأنِس ستہٕ نہٕ۔ مگر سنسکرٕت گریمرٕچ کم مہارتھ تھَون وأٹِی رازن زون اَمیُک مانے۔ مودگے، یانے لڑٕو ستہٕ۔ غلطی زانَن پیٹھ سَپدٕ رازس سبھٹاہ دوکھ تہٕ تٔمۍ کٔر سنسکرت ہیٚچھنٕچ خأہش ظأہر۔ اَتھِن اوس گوناٚڈِی تہِ، تہٕ تٔمۍ وۄن رازس گُن زِ بہٕ ہیٚکوٕ توٚہۍ شَن وٕرِییَن منٛز سنسکرت ہیٚچھنأوِتھ۔ اَتھ پیٹھ اَسان اَسان وون کاتنٔترٕ گرٛیمر بناوَن وأٹِی شَرٕو وَرماہَن رازس زِ بہٕ ہیٚکوٕ توٚہۍ صرِف شَن رَتَن منٛز گرٛیمر ہیٚچھنأوِتھ۔ شرٕو ورماہَن وُنن ویٚژ یونہٕ گوناڈہَن تٔمۍ سوٚنچ زِ یہِ ہیٚکہٕ نہٕ یہِ شرٕط پأٹِتھ تہٕ وونُنس یوٚ دوَے توٚہۍ یہِ ہیٚکو کٔرِتھ تہٕ آیِنٛدٕ کرٕ نہٕ بہٕ کُنہِ تہِ زبأنۍ سنسکرٕت بیٚترٕیک استیمال۔ أخر کوٚر شرٕو ورماہَن پَنُن وادٕ پوٗرٕ تہٕ گوناٚڈی گو جنگلن تہٕ پہاڑن منٛز دربہٕ درٕ پھیران۔ أتھی وَقتس منٛز چھُ تَس کانہٕ بھوٗتی ناوُک اَکھ اِنسان سمکھان۔ ورٕرُچِیَس نِش بوزٕمٕژ کتھ چھُ تس بوزٕ ناوان۔ گوناڈی چھُ تِم کتھ لیکھان۔ شرٕط موٗجوٗب چھُ سُہ سنسکرٕت زبأنۍ بجایہِ پِشاٗژی زبأنۍ منٛز لیکھان۔ یہِ کِتاب آیہِ ستَن لچھن شلوٗکن منٛز لیکھنہٕ۔ کیٚنہہ کال گُزرِتھ نیِہ یہِ کِتاب گوناڈِ ہِنڈٕ شیٚشو رازٕ سات واہَنس نِش۔ مگر تٔمِس کھۄژ نہٕ یہِ کِتاب ٹارِ تہٕ کٔرِن رد۔ گوناڈی گو یہِ بوٗزِتھ سبھٹاہ دُکھی۔ سُہ گو جنگلس منٛز ژرہن ہارہن تہٕ

جاناوارن بڈِ بڈ اَمکی شلوٗکھ بوزِ ناوان تہٕ زالان۔ اَمکہِ میچھرٕ ستیٖ گیہِ جاناوار رٕہتھ تہٕ بیوکھ ماز ژھنتھ۔

پتہٕ وأنژ رازس نِش اَمہِ کِتابہِ ہنٛز شوہرتھ تہٕ تٔمۍ بچوو اَمیُک سٔتم حِصہٕ یانے اَکھ لچھ سنسکرٔت شلوٗکھ۔ یوہَے بچوومُت حِصہٕ چھُ 'برٛہت کتھا'۔

نیپالی مہاتمبس منٛز چھےٚ یہِ کتھ بدلہٕ روٗپس منٛز پیش کرنہٕ آمٕژ۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ درژِچہِ سُنٛد تذکرٕ کینٛہہ کرنہٕ آمُت۔ اَکہِ پھِرٕ چھےٚ پارؤتی شِوَس سو کتھ بوزناونہٕ خأطرٕ زارٕ پارکران یوسہٕ نہٕ تٔمہِ برٛونٛٹھ کینٛہہ بوٗزمٕژ آسان چھےٚ۔ شِو چھُ یہِ کتھ دارِ دَرواز ترٛوٗپرِتھ بوزناوان۔ أتھۍ دورانس منٛز چھُ بوٚمبرٕ ہِنٛدِس روٗپس منٛز اکھ روٗدٕژ گن (شِو سُنٛد نوکر) گدِ کِنۍ کمبرس منٛز اژان تہٕ چھُ شِو ہنٛز یہِ دیلیل بوزان۔ پتہٕ چھُ یہِ پننہِ آشنہِ وِجیایہِ بوزناوان۔ بیٚیہِ دوہہٕ چھےٚ پارؤتی یہِ کتھ پننہٕ نٕہِ دایَن بوزِ ناوان۔ وِجیا چھُنہٕ أمۍ ہنٛزِ کتھِ کُن دیٚان دِوان۔ تِکیٛازِ أمِس چھےٚ اَڇ خبر برٛونٛٹھے آسان۔ أخرس چھُ شِو سماد دِوان تہٕ بوٚمبرس راہ لد زانان۔ یہِ چھُ أمِس شاپھ دِوان۔ پتہٕ چھُ بوٚمبرُ مأیلِکس زارٕ پارکران تہٕ چھُس کینٛہہ شرط تھوان۔ شِو چھُ أمِس وَنان زِ ژےٚ پزی عأیلم بنُن تہٕ نوٚ لچھ شلوٗکھ لیکھنۍ۔ أخرس پیٹھ چھُ گوناڈی ہِنٛدِس روٗپَس منٛز یوہَے بوٚمبرُ متھرایہِ منٛز زٕنم ہوان۔ پتہٕ چھُ یہِ اُجینکِس راز مدن ہِنٛدِس دربارس منٛز پٔنڈِتھ (عأیلم) بنان۔ شرٛۄ ورما چھُ تس ہَراوان پتہٕ چھُ پُلستہِ ناوٗک اَکھ ریوٚش گوناڈیس پشاٗژی زبأنی منٛز لیکھنہٕ خأطرٕ مَشورٕ دِوان۔ یتہِ پأٹھۍ چھےٚ یہِ دیلیل اَتھ منٛز پیش کرنہٕ آمٕژ۔

برٛہت کتھایہِ ہنٛز بُنٛمۍ یاد:

کیٛژن عألِمن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ برٛہت کتھایہِ ہُنٛد آگُر چھُ راماینٛ کتھ۔ راماینَس منٛز چھُ رام سیتایہِ ژوٗرِ نِوان۔ لَکھمنہِ مددِ کِنۍ چھُ رام سیتایہِ بیٚیہِ لبان۔ پتُس چھُ سُہ گرٕ وأتتھ ایودھیایہِ ہُنٛد راز بَنان۔ برٛہت کتھایہِ ہُنٛد ہیرو نرواہَن دَت چھُ وِدیہٕ ؤتی نِشہِ جُدا اَسپدان۔ پتہٕ چھُ نرواہَن دَت بڈٕ مُشکلی سان گوموکھ ہِنٛدِ مددِ کِنۍ ہیروین مَدَن منٛچکایہِ حأصِل کٔرِتھ ودیا دَرَن ہِنٛدِ (دِوتاہَن ہنٛز اکھ ذاتھ) مُلکُک راز بَنان۔ یتہِ پأٹھۍ راونہٕ ہِنٛدِس اَتھَس منٛز پیٚتھ تہِ چھُ سیتایہِ ہُنٛد عصمت محفوٗظ روزان۔ تِتھے پأٹھۍ چھُ مدن منٛچکایہِ ہُنٛد ستہ دَرم مَن موچھِ منٛز تھَونہٕ کِنۍ تہِ بچان۔ اَتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہِ شکھ زِ گوناڈیس أس راماینٛ، مہابھارتٕچ تہٕ بُدھ ہِنٛدین جاتک کتھایَن ہنٛز جان وأقفیتھ۔ یِہُنٛد مطالہٕ اوس أمِس سبٹھاہ سوٚن تہٕ گوٚن۔ اتھ منٛز یم نرواہَن دَتنۍ تہٕ گوموکھ ہِنٛزِ بوٚدُری ہِنٛدۍ کارنامہٕ اَسہِ میلان چھِ، تِم چھِ مُسافِرن نِشہِ بوٗزمٕژن دٔلیلن پیٹھ دٔرِتھ۔ یِم کتھہٕ اَسہِ مُسأفِرن جہاز رانن باپارٕن تہٕ موٚزوٗرَن بڈٕ خوش یِوِنہٕ۔ گوناڈی سُنٛد مُدا اوس عام اِنسان ہِنٛدِ خأطرٕ پشاٗژی زبأنی منٛز سہل پأٹھۍ اکھ اَدبی کِتاب تیار کرٕنۍ نہَ کہِ سماج کِنہِ تھَدِ ذأژ ہِنٛدٕن لوٗکن یِہِنٛدِ خأطرٕ توأریخی کِتاب بیٚترِ لیکھنۍ۔ گوناڈیس منٛز أس موٗلہٕ وُزنۍ موٗجوٗد۔ یَزٕ چھُ یہِ زِ أمۍ ہنٛز برٛہت کتھا چھےٚ پننہِ طرٕچ اَکھ موٗلُل خزانہٕ (راش)۔

پشاژ زَبان کتھ چھِ وَنان اَتھ دَل دیُن تہٕ لِسأنیأتی مأہرن ہنٛز راے

وٕنۍ چھےٚ ضۆرۆری۔ وَنان چھِ زِ گوناڑٕن چھےٚ بڑٕہَت کتھا، پِشاأژی زبأنۍ مَنٛز لیچھ مرٛ۔ کٔشیرِ ہِنٛدِ ایڈیشنہٕ مُطأبِق چھےٚ گوناڑٕنی زا جاے گوداوری ہِنٛدِس بٔٹھِس نکھہٕ پرٛتشٹھانہٕ نِگرس مَنٛز مانِنہٕ یِوان۔ گوناأڑی چھُ یہِ کِتاب وِنٛدھ پہاڑس پیٛٹھ لیکھان۔ یۄیمِہ کِنۍ نتیجہِ چھُ نیرِتھ ہبٕکان زِ پِشاأژی زبأنۍ ہُنٛد علاقہٕ چھُ وِنٛد پَربَت آسان۔ پِشاژلفظس مُتلِق چھُ وارِیاہ کالہٕ پیٛٹھٕ عالمن ہُنٛد بحث چۄدٕن تہٕنٛزِ رایہِ مۆجۆب چھُ یِمن بولِہٕن ہُنٛد سیٚدِ سیۆد واٹھ پِشاأژی زبأنۍ سٟتۍ تہٕ چھُ سُہ یَتھ کتھِ پیٛٹھ زور دِوان زِ کافرستانس، سوت گاٹی چترال تہٕ گِلگِتس مَنٛز بولنہٕ واجنہِ بولہِ گرٛھن پِشاژ زبأنۍ ہِنٛدِس وَرگس مَنٛز مانِنہِ۔ أتھی چھُ سُہ دردی گرُپ مانان۔ پِشرٕ أسۍ تمن بولِہٕن اَمہِ کِنۍ وَنان زِ تِمن بولن وألۍ أسۍ کۆچ ماز کھوان۔ اَوٕ موکھٕ أسۍ تِمن پِشاژ وَنان۔ اَمِکۍ بیٚیہِ ناو چھِ پیٚشا چکا، گرٛامیہ بھاشا، بھوٗتہٕ بھاشا بیٚترِ میلان۔ مہابھارتس مَنٛز تہِ چھےٚ اَسہِ پِشاژ ذأژ ہٕنٛز ذِکر میلان۔ مہابھارتہٕ مۆجۆب أسۍ یِم شُمالہٕ مغربس مَنٛز کٔشیرِ نکھے۔

پِشاأژی چھےٚ پرٛاکرتُک اَکھ قسم یتھٕ پأٹھی ماگدھی، اردھ ماگدھی شورسینی، مہارشٹری بیٚترِ چھےٚ۔ گرٛیرسنہِ رایہِ مۆجۆب چھُ پِشاژ بولِہٕن مَنٛز 'دأ' چہِ جایہِ 'تأ' بولنہٕ یِوان۔ یتھٕ پأٹھی چھِ لوٗتی (Soft) اَچھر گۆڈٕ (Hard) اَچھرن مَنٛز تبدیل سَپدان۔ یہِ خصوٗصیت چھےٚ اَسہِ پالی زبأنۍ سٟتۍ بولِہٕن مَنٛز تہِ میلان۔ یہِأے ترٛاے چھےٚ ویٚنٛدِ پہاڑچن زبأنَن شُمالہٕ مغربہٕ کِہٕن کیٚنٛژن مُسأفرن نِشہِ ہیچھمرٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اَسہِ راز شیکھر وَنان زِ پِشاأژی زبان أس پَتھ کالہِ مُلکہٕ کِس أکِس بٔڈِس حِصس مَنٛز یَتھ مَنٛز وِنٛدھ پربَت تہِ چھُ یِوان استیمال سَپدان۔ گرٛیرسَن تہِ چھُ مانان زِ یۆدوَے پِشاأژ أس شُمالہٕ مغربس مَنٛز بولنہٕ یِوان سو ہیٚکہِ تتہِ پیٛٹھٕ وِنٛدھ علاقس مَنٛز تہِ گرٛھتھ، مأہرن ہٕنٛز ویمو مِثالو تلہٕ چھُ اَسہِ ننا زِ گوناأڑی اوس جنوبی ہُندستانس مَنٛزٕ روزان یۄتہِ یہِ پِشاژ پرٛاکرت بولنہٕ أس یِوان۔ کیٚنٛژو عألمو چھےٚ یہِ غلطی کِنۍ پِشاژی لفظس تھف کٔرِتھ أمۍ ہٕنٛز زا جاے کٔشیرِ مأنۍ مرٛ۔ مگر سو کتھ چھنہٕ کیٚنٛہہ تِکیاٚ زِ اَکہِ وقتہٕ أسۍ ساتہٕ واہَن راز سنسکرت بجایہِ پرٛاکرتسے سرپرستی کٔرِتھ بوش کھاران۔ اَمیٚچ شہادت چھےٚ اَسہِ کیٚنٛژو انسکرٛ پشنَو (کتبو) کِنۍ میلان۔

☆☆☆

Sufi Shayar Madhusudan Razdhan.

# صوٗفی شاعر مدسوٗدن رازدان

کٲشیرِ چھُنہٕ صرِف دُنیاہَس منٛز قودرتی نظارو کِنی یٲژ مشہوٗر بٔلکہِ باطنی حُسنہٕ کِنی تہٕ چھُ امہِ سبٕٹھاہ تھَزر بجر پرٛوومُت۔ یٔتہِ چہٕ میٛژ منٛز چھِ اَسہِ تم اَول تہٕ زٲوِل عنصر موٗجوٗد۔ یم نہٕ بیٛیہِ جایہِ ہنٛز میٛژِ منٛز درٛینٛٹھی گژھان چھِ۔ یٔتہِ کیٛو دِل کش منظرو پُر سکوٗن ماحولن چھِ یٔتہِ دِلکس ناگہٕ رادس وُزِنی دِژمٕژ۔ اَوے چھِ یٔتہِ بیٛون بیٛون دورن منٛز بہلہِ پایکۍ گونہٕ ماتھ، مصنِف دان، تأریخ دان، صوٗفی شاعر بیٛترِ پاۍدٕ گأمتۍ۔ یٔتہِ چہٕ اَڈرَنہِ منٛزٕ چھُ بأے بَندٕتکۍ، مِلہٕ ژارٕکۍ، عدِم تشدُدٕکۍ تم صِفتھ موٗجوٗد۔ یٛمہِ کِنی کٲشیرِ ہُنٛد وِقار ساسہٕ بٔدۍ وٕری گژھِتھ تہِ زِندٕ چھُ تہٕ لوٗکھ کٲشیرِ اَز تہِ ریٛشی وأروَنان۔

اَتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ صوٗفی شأعرِن ہُنٛد سِلسِلہٕ روٗد یٔتہِ پتہٕ وَتہٕ پٕتھٕ جأری۔ سُہ قدیم دورُک شأعر آسِتَن یا جدید دورُک۔ تِہُنٛد فلسفہٕ چھُ کُنۍ۔ تتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ تہِ فرق۔ تِکیازِ سأری صوٗفی شأعر چھِ مأدی ترقی کھوتہٕ رُوحأنِیَس پٕتھ زور دِوان۔ اَتھ رُوحأنیتِکِس عالمَس منٛز چھِ سأری رَنگ ہِوی۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ کُنہِ قسمٕچ دُیی۔ 'بہٕ' تہٕ 'ژٕ' چھِنہٕ الگ الگ۔ عالمی رِژر تہٕ شانٛتی چھےٚ روٗحانِیتُک ہرتر۔

أتھی روٗحانِیتِکِس رَسس ویٛورٕتلن ول چھُ سوامی مدسوٗدن رازدان۔ یِہنٛز شأعری سوٗنٛزِل ہِنٛدی پأٹھی رَنٛگا برنٛگی درٛینٛٹھی گژھان چھےٚ۔ بدقسمتی کِنی چھُ یِہُنٛد

''مُدھر یا گرا'' ناوُک کلام کالہٕ گٹہِ منٛز وَلنہٕ تِنی کِنی گالکھالتِ گوٚمُت۔

مدسوٗدن رازدان پیوٚ یَتھ بُترٲژ پٕتھ 1912ہٕ سرینگرکِس کھریار محلس منٛز تھنہٕ۔ یِہنٛدِس مألِس اوس مادھو جو ناوُیس گرِ پاٹھشالا چلاوان اوس تہٕ أنٛدی پٔکھی کٕہن بچن اوس سنسکرت پرٕناوان۔ مادھو جُوس آسی زٕ نیچوی تہٕ بٔڈِس نیچوِس اوس مدسوٗدن ناو۔ ابتدأیی تألیم گرِ دِتھ پرٕنوُون پتہٕ گیتاجی، رامایَن، مہابھارت شاسترٕ بیٛترِ۔ کیٛنٛہہ کال گژھِتھ سوٗزُن ژاٹہِ ہال سری پرتاپ ہائی سکوٗل۔ تتہِ کوٚرُن میٛٹرِک امتحان 1934ہٕ ہَس منٛز پاس۔ لوکچارٕ سے منٛز کوٚرُکھ أمِس کھانٛدر۔ کیٛنٛہہ کال گژھی تھے موٗیہِ أمِس زنانہٕ۔ پتہٕ لوٚگ یہِ کلکتہٕ 1939ہٕ ہَس منٛز کلرک تہٕ روٗدتتہِ 1942ہٕ تانٛی۔ اَتہِ نوکری ترٛٲوِتھ لوٚگ یہِ بنکس منٛز مُلأزِم۔ أتھی وَقتَس منٛز گو أمِس مول تہٕ مُرِتھ۔ 1961ہٕ ہَس منٛز آو أمِس وأراگ تہٕ ترٛأوِن نوکری۔ یہِ دُنیا باسیٛوس دُدوَنہٕ تہٕ لوٚگ تتہ مَنہٕ روٗحأنِیتُک منٛزِل ژھانٛڈنہِ تہٕ گارنہٕ۔ یہِ اوس پرٛتھ وِزِ لوٚب روٗزِتھ کیاہ تانٛی پرٛاوُن یژھان، تِیٛچ تلاش یہِ نوکری منٛز تہِ کران روٗد۔ أخر ترٛووأمی گرٕ بار تہٕ گو یہِ تُلہٕ مُلہِ وَتہِ پیدل بنٛڈٕ پوٗر۔ یہِ روٗد تتہِ پیٛترس نِش کھُیہامی گامَس منٛز۔ کھُیہامِس منٛز روزنہٕ کِنی آسی أمِس لوٗکھ کھُیہوٗم وَنان۔

کیٛنٛہہ کال گژھِتھ گو یہِ تتہِ پٕتھٕ ژِترٕ نارکِس جنٛگلس منٛز۔ تتہِ گرأمی واریاہَس کالس سادنا۔ تَتہِ پٕتھٕ گو یہِ بنٛڈٕ پوٗر شاردابلہٕ کِس منٛدرس منٛز یوگا بیاس کرنہٕ۔ 1968ہٕ منٛز اوٗس یہِ لوکٕڈ بأے گرِ (سرینگر) واپَس۔ اتہِ کوٚر یمو

شاسترن ہُند صحی پأٹھی مطالعہٕ تہٕ قران شریف تہٕ پوٗرُکھ۔ اَمہِ سٟتی باسے یہ أمِس سأری دھرم پننہٕ پننہِ جایہ ٹھٲدی تہٕ سارنٕے دُھرمَن ہُند آگُر باسیوٗکھ کُنُے۔ اَمہِ سٟتی کھُلے یہ ییمن وبکھری تہٕ ہیٚتکھ بھجن، لیلایہ، نعت بیٚترٕ مستانہٕ لَیہ منٛز گوٚنٛنی۔ أمِس نِش ہیٚتین ووٚنی ساد بیٚترٕ یژ۔ سیٚدٕ مول تہٕ اوس أمِس نِش یِوان۔ اَتہِ أس بھجن منٛڈلی تہٕ لگان۔ اَتھ منٛز أسی بَو علاوٕ بیٚین فرقن ہِندی لُوکھ تہٕ یِوان۔ یِتھٕ پأٹھی گُزور یمو زِندگی ہُند أخری وقت دَیہ ناوسوران سوران۔ أخرس سپدی 1969ء منٛز ژودأہمہِ نومبر سورگہٕ واس۔

أمی سٕنٛزٕ تصنیفہِ ہُند ناو چھُ ''مُدھریا رگرا'' یوسہٕ پانٛژن حِصن منٛز وُنی کِتابَس موٗجوٗد چھےٚ۔ اَتھ منٛز چھِ ہتہٕ پیٚٹھی شار میلان۔ یم یمو پانے کأشرِس منٛز لیکھمٕتی چھِ۔ یہِندِس کلامَس منٛز چھِ بھگوان کرٛشنَس پیٚٹھ واریاہ بھجن میلان۔ ییٚمہِ سٟتی یہ کتھ ٹاکارٕ پأٹھی نَنان چھےٚ زِ یہُند مَنہٕ پرٛژھی دِوتا چھُ بھگوان شرٛی کرٛشن۔

یہِندِ ہن شارَن ہُند مُطالعہٕ کرنہٕ سٟتی چھُ نَنان زِ کرٛشن بکھتی شاعرن منٛز چھُ پرٛ ماندس تہٕ کرٛشن راز دانٛس پتہٕ وُہمہِ صَدی منٛز أمی سُند مُقام سبٹھاہ تھوٚد۔ یہِندِس کلامَس منٛز چھُ بکھتی باو (دَیہ لول) سبٹھاہ سوٚن تہٕ گوٚن۔ بکھتی ہُند مطلب چھُ دَیہ سُند لول۔ بکھتی چھُ ہمیشہِ دَیَس ژھاران تہٕ گاران تہٕ تمہٕ سٕندِ دَرشنہٕ خأطرٕ چھُ کرٛیشان آسان۔

ویدانتہٕ فلسفہٕ موٗجوٗب (یانے اِنسانس) ترٛییہِ قسمکی دوکھ (ا) آدھیاتمک (یانے روٗحٲنی دوکھ) (۲) آدِھ دیوک (یانے ناگہٲنی بلایَن ہُند دوکھ) (۳) آدِھ بھوتک (یانے جِسمأنی دوکھ) یمو دوکھو تہٕ بیٚیہٕ آواگمن یانے زینہٕ مرنہٕ کِنٛی چھُ اِنسان یَتھ سنسارس منٛز ولنہٕ آمُت۔ یمو دوکھو نِشہِ موکلنہٕ خأطرٕ چھُ شاعر یَتھ بھجنس منٛز یِتھٕ پأٹھی زارٕ پار کران۔

کرٛشنہٕ کرٛشنہٕ چھُس زِیان راتروٚ دہن تےَ
وَن تےَ بھگوان کونےٚ آم
ترٛییہ تاپہٕ زوٚلنس سنتاپن تے
ویٚنوٚ دِچھُم نہٕ کرٛمہٕ پھل پِتھ کُس آم
ینس تہٕ گرٛھنَس چھُم نہٕ ژھیٚن بنٛن تے، وَن تےَ بھگوان کونےٚ آم
آکار بٕ ہمہٕ روٗپ پرٛسِد کرٛال زَن تے
سرٛیشٹی بنأوِن عامٕو اِمام
کرٛمہٕ پھل سارنٕے ہیٚون ہیٚون کوٚرُن تے
ووکار از نما پالنا کرن تےَ
دِیہہٕ دارکایہ منٛز گرٛتھ چھُم قیام
ویشنہٕ روٗپہٕ بکھتین اَتھٕ روٹ کرَن تےَ وَن تےَ
شِوٕ روٗپہٕ مکار سمہار کروٗن تے
کلیأنہٕ روٗپس کرہوس پرٛنام
ترٛییہ روٗپہٕ أکی سٕنٛز نامہٕ سُمرن تےَ وَن تےَ
ترٛمہٕ روٗس موکھتہٕ یُتھ مالہِ نِش ہیٚون تے

وَن تے بھگوان کونےَ آم
اَنٛد روز مَنٛز باگ چھُکھ آنند گن تےَ
نٔیشرٕ پٔتن روز سونٛمس کرتڑام
آشہِ پاشہِ ژٹھٕو ووٚنی مدسوٗ دن تےَ
وَن تےَ بھگوان کونےَ آم

'مدسوٗ دن' جیُن اَکھ طنزی شار چھُ یَتھ مَنٛز۔ سُہ دُنیاَیی رنٛگرس طنز کران چھُ تہٕ وَنان چھُس : ہیٚوٕ رنٛگرو! چاَنی رَنٛگ چھِنہٕ پایدار۔ یم چھِ ختم گژھن واَلی۔ اَمہِ کِنی وَتھ ژٕوان۔ اَتھ برعکس چھُ سُہ پوٚختہٕ تہٕ پوٚز رنٛگُر۔ تٔمی سٕندی رَنٛگ چھِ اَبدی یم نہٕ زانٛہہ سورَن تہٕ ژھوکن۔ یہِ کایناتھ چھےٚ تٔمی سٕندی بیٚون بیٚون رَنٛگ یَتھ مَنٛز اَسہِ مختلِق زُوٕ ذاَژ لبنہٕ یِوان چھےٚ تہٕ یُس نباتات، جمادات، مخلوقات یَمو ہِتی بٔرِتھ چھُ۔ أمی سٕندی رَنٛگ چھِ صدا بہار۔ أمی سُنٛد پرٛکاش (جلوٕ) چھُ کاینات کِس زَرس زَرس مَنٛز لبنہٕ یِوان۔ سُہ چھُ گیانُک (علمُک) افتاب۔ اَوے چھِ أمِس شمس العلماء وَنان۔ پَزر چھُ یہِ زِ سورُے چھُ سُے، ویدانتہٕ فلسفہٕ موٗجوٗب۔ 'سروم کھُلہ اِدم برٛ ہمہ' یانے یہِ سورُے چھُ برٛہم، یانے (عظیم ہستی) یوہَے چھُ صوٗفی متہٕ موٗجوٗب ہمہ اوست...... ہمہ از اوست۔ یانے سورُے چھُ تٔمی سُنٛد۔ اُپنشدو مطاَبق، تسیہ بھاساسرٛوم اِدم وِبھاتہِ، یانے تٔمی سٕندِ نوٗرٕ ہِتی چھُ یہِ سورُے پرٛزلان۔ رَنٛگ تہِ تٔمی سٕندی رَنٛگ دِنہٕ وول تہِ سُے۔ اَچھ باوتھ چھُ سوامی جی ...... یِتھٕ پاٹھی یَتھ شارَس مَنٛز کران:

رَنٛگرو رَنٛگ چون بہَانےَ　　رَنٛگہٕ وول چھُ صاٮ۪ب پانےَ
صاحِبن رَنٛگ دہُت آدٕنےَ　　رَنٛگہٕ چانٛیُگ نہٕ ارمانےَ
رَنٛگ نہٕ درکار ژٕ وَتھ وانےَ
رَنٛگہٕ وول چھُ صاحب پانےَ
رَنٛگن مَنٛز رَنٛگا چھِ جانےَ　　پوٚختہٕ رَنٛگس رَنٛگ نہٕ سمانے
رنٛگرن یہِ روٗ نٛگمُت پانے
رَنٛگہٕ وول چھُ صاحب پانےَ
چھوٚل وۆل تہٕ پھوٚلمُت پانےَ زٕٹ پھٔلِتھ رَنٛگ نہٕ وزانےَ
پھٔلِتھ زٕٹ ناَلی نہٕ زیبانےَ
رَنٛگہٕ وول چھُ صاحب پانےَ
خود اصل گوسُے تیٚمی بنوو جہانےَ　رَنٛگا رَنٛگ دِوان پانےَ
مَلہٕ روٗس زٕٹ رَنٛگ رٹان پانےَ
رَنٛگہٕ وول چھُ صاحب پانےَ
خود رَنٛگ رنٛگُن رَنٛگانے　　رَنٛگن ہِتی ہِتی رَنٛگ مِلہٕ وانےَ
ژٕندرٕ ہِری یہِ اَکھ بَنانےَ
رَنٛگہٕ وول چھُ صاحب پانےَ
لا اِللہ دسہٕ گیرنژان پانےَ　　روشن ہِری یہٕ ژٕندرٕ اَسمانےَ
شُمس العُلماء دوٗرِ دوٗرِ دوٗرانےَ

رَنگہٕ وول چھُ صاحب پانےٚ

اَڈٕ ناران اڈٕ مارانےٚ     اَڈٕ ساران اڈٕ ژھارانےٚ

نوٗرٕ پننہٕ ستی پھولان پانےٚ

رَنگہٕ وول چھُ صاحب پانےٚ

ذِمہٕ وار پانہٕ رَنگ نارانےٚ     عاٗلم فاضِل چھُ پوٗرِ سامانےٚ

مدسوٗدن پانہٕ رَنگانےٚ

رَنگہٕ وول چھُ صاحب پانےٚ

سواٗمی مدسودن جی اٗسی یوٗگا بیاٗسی۔ اِمہٕ ژھنہٕ وٗنی چھےٚ اَسہِ یِہنٛدٕ وارِیاہَن شارَن منٛز میلان۔ کیٚژٕن شارَن منٛز چھُ یِمو دَیَس تہٕ سرگمس ہوومُت مثلن یِمن شارَن منٛز:

(۱)     دِنظرُ چھ ژٕ تار روٗزِتھ یک قرار

باجہِ سور چھِ ماجَس منٛز ہموار

(۲)     سَتھ تہٕ پانٛژھ باہ سور ترٛےٚ سپتک وِہ ہار

شیٚیہِ ترٕ ہَن سورن پٕٹھ گاٮ۪ن آدار

شیٚیہِ ترٕ ہَن سورَن پٕٹھ گاٮ۪ن آدار

شیٚیہِ ترٕ ہہ توتھ شیوٕ شاستروک وِیا پار

باجہِ سور چھِ باجَس منٛز ہموار

(۳)     موٗل چھُےٚ اَکھ تہٕ ترٛےٚ پانٛژھ سَتھ وِستار

سور نےٚ سارنگ واین ہار

زیرٕ بَم مِلہٕ وِتھ شبدٕ بژ ہم چھُ آدار

باجہِ سور چھِ باجَس منٛز ہموار

(۴)     روزتم گاٗلتھ دٕ ے گلہٕ سَتھ سار

سارے گاما پادانی میں ساہے سار

سا میں سوٗ ہم اٗ دٕ ہن ودار

باجہِ سور چھِ باجَس منٛز ہموار

مُطالہٕ کرنہٕ ستی چھُ نَنان زِ یِہنٛزِ شاعری پٕٹھ چھُ شیو فلسفُک ویدانتُک تہٕ صوٗفی متُک سوٚن تہٕ گوٚن اثر پیوٚمُت۔ پَزر چھُ یہِ زِ یِہنٛزِ شاعری چھےٚ ترٕہَن فلسفن ہُنٛد سنگم یَتھ منٛز غوطہ دِتھ اِنسان سبٕٹھاہ پژٕ اٗوِتھ ہیکہِ۔ یِہنٛدِ اکہِ شارُک ہَر تر چھُ یِتھہٕ پاٗٹھی:

کاینا‌تَس منٛز یہِ کیٚنٛہہ راز دژٕ ہیٚنٛٹھی گژھان چھُ سُہ چھُ موٗلہٕ تلہٕ کھٕٹِتھ آسان یانے ملوٕ ستی وٕلِتھ آسان۔ یٮ۪مہِ ساتہٕ شیوٕ فلسفس منٛز وٕنی متی ترٕ یِیہِ قسمکی مَل دوٗر گژھان چھِ۔ اصلیتھ چھےٚ نٕنٛ نیران۔ مَلہٕ روٗپی اَنہِ گٹہٕ یٮ۪لہِ دوٗر گٔیہِ تہٕ آفتاب (نوٗر) دژٕ اونوٚن، دُنیاہَس منٛز یُس راز آسان چھُ سُہ آسان سبٕٹھاہ کھٕٹِتھ تہٕ ژھانڈَن وولُے چھُ تتھ رازس واتان۔ یِہاٗے کتھ چھےٚ شاعرن باٗوِمژ زِ لیٚمبہِ منٛزٕ چھُ پمپوش پھٹان۔ یُس یٮ۪مہِ کتھِ ہُنٛد اِشارٕ چھُ زِ تھٕز ذاتھ یا رٕژ جاییٚ یاٗژ چھَنہٕ نوٗر ننٛج مقام۔ ئلہِ کہِ سُہ چھُ پژتھ جاییہِ ٹاکارٕ نَنان۔ یٮ۪لہِ پمپوش لیٚمبہِ منٛزٕ نیران

چھُ سُہ چھُ آسان ؤتھروٕستی ؤلِتھ۔ پتہٕ چھےٚ جالارٕ پتہٕ لیٚدرِ رَنگہٕ گوژ۔ گوژِ مَنٛز پمپُچھ، پمپچھس پٹھ دبل۔ دبل تُلِتھ گۄج یہاےٚ گۄج چھےٚ اَتھ مَنٛز لُبِ لُباب۔ حقیقت چھےٚ یہِ زِ اللہ تعالا سُنٛد ظہوٗر چھُ کاینالس مَنٛز بیٚون بیٚون روٗپن مَنٛز میلان۔

(۱) ہِلہِ دژاو پمپوش سوٗندر پھوٚلمُتیے

رمضان رُتیے رُتیے وُچھنَے مےٚ

(۲) سُبحان اللہ رَنگ تس چھوٚتیے

نیلہِ رَنگہٕ جامہٕ پمپوش لوٚتیے

پیر پیغمبر سَرٕ مَنٛزٕ کھوٚتیے

رمضان رُتیے رُتیے وُچھنَے مےٚ

(۳) مُتۍ یأتۍ چھی پانہٕ زاےٚمتۍ یے

پمپچھس مَنٛز دوٚد ژزامُتیے

کریمی چھِ نَلہٕ پٹھٕ گوجہِ وٕلۍ ٕمتۍ یے

رمضان رُتیے رُتیے وُچھنَے مےٚ

(۴) ؤتھروٕستی چھےُ پمپُچھ وۄلمتُیے

ٲتھی مَنٛز نوٗر چھےُ شوٚنگہ مُتیے

یوہَے چھےُ پیر وظہور زوٗنمتُیے

رمضان رُتیے رُتیے وُچھنَے مےٚ

(۵) ظہوٗر تیٚمی وُچھنَے سُہ کوٚت گژھِ پوٚتیے

پمپچھس گوجہِ مَنٛز ژامُتیے

اَٹھہِ ؤتھر پمپوش تیٚمی چھُ وُچھمُتیے

رمضان رُتیے رُتیے وُچھنَے مےٚ

(۶) یارٕ بلہٕ برٛہمَن وُچھ نیٚنٛدرِ ہٲتۍ یے

دیدارِ شریف ووٗنن کھۄژ مُتیے

بَٹہٕ تہٕ مُسلمان روٗ دۍ اَدٕ ٲتۍ یے

رمضان رُتیے رُتیے وُچھنَے مےٚ

(۷) مَدٕ لال برٛہمن بیٚوٗٹھ اَدٕ ٲتۍ یے

زِیارژن پٹھٕ أچھن پٔٹ دِتھیے

تی گٔرِتھ زمانہ نیٚوٗن گٔرِتھ ٲتۍ یے

رمضان رُتیے رُتیے وُچھنَے مےٚ

☆☆☆

Acharaya Abnavgupta.

# آچاریہ اَبھِنو گُپت

سنٛسکرٛت اَدبَس مَنٛز چھِ اَسہِ کیٛنٛہہ تِتھۍ مصنِف میلان۔ یِمو پنٛنہِ زِنٛدگیِہ مُتلِق کَنٛہِیں تہِ چھُنہٕ لیٛوکھمُت تہِ تِہُنٛد زیوٗن، مرُن بیٚترِ چھُ وُنہِ تہِ اَنہِ گٕٹَس مَنٛز۔ کالداس، بھاس بیٚترِ تخلیق کار چھِ اتھ ورگس مَنٛز یِوان  مگر آچاریہِ اَبھِنو گُپت چھُ اَتھ مَنٛز مُچھِ (Exception)۔ أمۍ چھےٚ پَنٕنۍ کولادلی پنٕہٕ نٕہن دوٚن تخلیقَن مَنٛز دِژٕمٕژ۔تنترالوٗکس تہٕ پراترِ مِشکاوِ ورنس مَنٛز۔

اَبھِنو گُپت چھ زٕ مانٕنہٕ یِوان۔ اکھ اوس کامہٕ رٕۄُپک یانہِ آسامُک روزن وول تہٕ اوس یِہ شاکت۔ شاکت گوٚو سُہ یُس شکتی مان مانان چھُ۔ اِہ کَنۍ چھُ أمۍ بادراین ہِنٛدِس ویدانت سوٗترس پیٹھ شاکتہ نظریہِ مُطابقہٕ شاکتہٕ بھاشیہ (تفسیر) لیٛوکھمُت۔ مگر کٔشیرِ ہِنٛدِس اَبھِنو گُپت تہٕ أمۍ ہِنٛدِس زاکالس مَنٛز چھُ الہِ پلہٕ دوٚن شیٚتی لٕہن ہُنٛد پھیرٕ۔

**اَبھِنو گُپت ہِنٛدۍ بُزرگ:**

اَترِ گُپت یِہُنٛد بُزرگ تہٕ اوس وسطہِ بھارتس مَنٛز کنوجہِ کِس راجٕ یشو ورما ہِنٛدِس عہدِ حکوٗمتس مَنٛز روزان۔ شیو فلسفس مَنٛز مأہر آسنہٕ کَنۍ آس تٔمۍ ہِنٛز مشہوٗری سأری ہے ہندوٗستانس مَنٛز پھألیمٕژ۔ کٔشیرِ ہِنٛدۍ مشہوٗر راجٕ للتا دتن (یُسٛنٛد راجیہ کلہن ہِنٛدِ راج ترنگی مُطأبِق 725-261 تاۂ مانٕنہٕ یِوان چھُ) کوٚر ریشو ورماہَس پیٹھ حملہٕ۔ اترِ گُپت ہِنٛدِ علمہٕ سٟتۍ مُتأثر سَپدِتھ کوٚر کیٛنٛہہ کال گژھتھ للتا دتن تس

کٔشیرِ یِنٕہ خأطرٕ زارٕ پارٕ تہٕ آو سُہ تِسٛنٛدِ وننہٕ موٗجوٗب یور (کٔشیرِ)۔ تٔمۍ ہِنٛدِ لسنٕہ بسنٕہ خأطرٕ دیُت راجن تَس وِتھِ بٕٹھِس نکھِ شِو مندرس نِش جاگیر۔ اتہِ آیہِ تسٛنٛدِ خأطرٕ اکھ شأہی مندورٕ بناونٕہ۔ یِہ مندورٕ آس لِلت پور کِس گامس مَنٛز۔ (وُنۍ کنِٛکس لبنٕہ پورس مَنٛز)۔ اَبھِنو گُپت سُنٛد بُڑۍ بب اوس وراہ گُپت۔ أمۍ سُنٛد وقت چھُ ڈٔہِمہِ صدی ہُنٛد گوڑٕ کال مانٕنہٕ یِوان۔ وراہ گُپت اوس عألِم تہٕ شِوٕ بھگت۔ أمۍ ہِنٛدِس نیٚچِوِس اوس نرسِمہہ گُپت ناو۔ نرسِمہِ گُپتُن دوٚیِم ناو اوس چکھ لُک تہٕ چکھ لکُن نیٚچوٗ اوس اَبھِنو گُپت۔ چکھ لُک اوس درٛشن شاسترن ہُنٛد اکھ تھوٚد عألِم تہٕ بییہٕ اوس شِوٕ سُنٛد بکھتی سبٕٹھاہ۔ أمِس اوس سارِنٕے شاسترن پیٹھ سبٕٹھاہ کمال۔ ابھِنو گُپتنہِ ماجہِ اوس وِکل کلا ناو۔ تٔمۍ سُنٛد سوٚبھاو اوس رُت تہٕ آس سوٚ سبٕٹھاہ دھرماتما۔ خانٛدانُک ماحول اوس سبٕٹھاہ سازگار اِہ کَنۍ آو ابھِنو گُپت جان پأٹھۍ رچھنٕہ تہٕ أمِس آیہِ وقتہٕ موٗجوٗب سنسکرٛت ادبٕچ صحٕی تأليم دِنٕہ۔

ابھِنو گُپت ہِنٛزن دوٚن تخلیقن مَنٛز چھُ اَسہِ أمۍ سُنٛد زاکال (زٕہنٕہ وَق) نَنان۔ بھیروستوتہٕ کرٛمس توترم۔ بھیروس توٚکِس یِتھ شلوٗکس مَنٛز چھُ اَسہِ أمۍ ہِنٛدِ وقتُک پوٗرٕ پتاہ میلان۔ مثلن :

وُسُہ رسہ پوٚشے کرٛشنہٕ دشیمام ابھِنو گُپتہٕ سوٚدم ادم اکرُت۔ اَمہِ شلوٗکہٕ موٗجوٗب چھُ سپترشہِ سموَت 6090تہٕ عیسوی سنہٕ 1014 یَس مَنٛز أمۍ پَنٕنۍ تخلیق لیچھٕمٕژ۔ یِہ آسہِ اَمہِ برٛونٹھ یعنے 950 یا 960 ہِکس عیسوی سنَس مَنٛز زامُت۔ دَپان یِہِ اوس لوکہٕ چارٕ پیٹھٕ سبٕٹھاہ گاٹُل تہٕ ذہین۔ اِہ موکھٕ آسٕنہٕ أمِس برٛونٹھ

کنہِ ژاٹہٕ شُری دران۔ اَخر دہُت اَمِس پننہٕ نوٗ گورو آچاریہِ پَد، بال بودھِنی ہُنْد مُصنِف تہٕ کاو پرٛکاشچ تشریح کرن وألی (ٹیکا کار) وامنہٕ سِنْدِ مُطالقہٕ چھُ کاویہ پرٛکاشس مَنٛز مٹھاچارِہن اوِ کِنیٚ ابھنو گپُت آچاریُن اشارٕ کوٚرمُت۔ سارِنٕے شاسترن مَنٛز مہارتھ آسنہٕ کِنیٚ چھِ اَمِس (ابھِنو گپُتس) جنوٗبی ہندوستانس مَنٛز شیشہٕ ناگُن اوتار تہِ مانان۔

پرٛأنِس وقتس مَنٛز ہرگاہ أزِکی پأٹھی اتہٕ گتِکی ذریعہِ آسِ نہٕ۔ اکہِ جایہِ پٮ۪ٹھ بٮ۪یِس جایہِ گژھن اوس سٕبٹھاہ کرٛوٗٹھ۔ مگر تِتھیٚن حالتن مَنٛز تہِ گوو ابھنو گپُت پنُن علاقہٕ ترٛأوِتھ نبر۔ یٮ۪تہِ تٔمی پٔنٛنِس گیٛانس تہٕ علمٔس گیٚنی کٔڈ تہٕ شاسترن ہُنْد گیٛان برٛأوُن۔ اَمہِ کِنیٚ اوس نہٕ أمی سُنْد نظریہِ محدوٗد دیوٚ دوَے اَمِس اَس دَرشن شاسترن (فلسفن پٮ۪ٹھ) سٕبٹھاہ مہارتھ یٮ۪تہِ سپز مٕژ مگر اَمِس اوس نہٕ اتھ پٮ۪ٹھ تسلی۔ یہِ اوس پننہٕ زِنْدگی مَنٛز واریاہَن موضوٗہَن پٮ۪ٹھ سوٚن مطالبہٕ کرن یژھان۔ دراصل اوس اَمِس تحقیقُک روحجان (Tendency) لوکہٕ چارٕ پٮ۪ٹھٕ پأدٕ سَپُد مُت۔ بیٚوٗن بیٚوٗن موضوٗہَن پٮ۪ٹھ مہارتھ حأصِل کٔرِتھ اوس یہِ نوِ تخلیقہٕ لیکھُن یژھان۔ اوِ کِنیٚ پٔری أمی واریاہَن گورن نِشہِ انیکھ شاسترٕ۔ أمی کوٚر جالندرس مَنٛز روزن وألِس شرٛی شمبھو ناتھس نِشہِ کولہٕ سمپرٛدایک (Cult) گیٛان حأصِل۔ أمی سِنْدِ اَنہِ گرٛ ہہ ستی سَپُد ابھنو گپُتس آتمہٕ گیٛان تہِ حأصِل۔ یِمن آچارِہن نِشہِ أمی مختلف مضموٗن پٔری تِہنْدی ناو چھِ یِم:

۱۔ نرسمہہ گپُتس (مألِس نِشہِ): ویٛا کرن (Grammer)

۲۔ وانہٕ گپُتس نِشہِ: دوٚیتا دویت تنتر

۳۔ بھوٗتہِ راج تینِس نِشہِ: دوٚیت درشن (Dualistic Philosophy)

۴۔ بھوٗتہٕ راجس نِشہِ: برٛٮ۪ہم وِدیا (Spiritual Knowledge)

۵۔ لکھمن گپُتس نِشہِ: کرم تہٕ ترکہٕ درشن

۶۔ اِنْدراجس نِشہِ: دھونہِ (Suggestive Poetry)

۷۔ بھَٹہ توتس نِشہِ: ناٹیہ شاستر

اَمہِ علاوٕ آچارِہن نِشہِ أمی گیٛانس مُتلق تبادلہٕ خیال کوٚر۔ تٔمی چھِ یِتھٕ پأٹھی:

۸۔ شری چندر ۹۔ یوگانند ۱۰۔ چندروُر

۱۱۔ ابھنٛد ۱۲۔ شِو بھکتہِ ۱۳۔ وِچِتر اناتھ

۱۴۔ بھوٗنیش ۱۵۔ وامن ۱۶۔ اُد بھٹ

۱۷۔ بھوٗتیش ۱۸۔ بھاسکر۔ دھرم بیٚترِ۔

یِمن گورن نِشہِ پٔرِتھ کوٚر ابھِنو گپُتن علمی مأدانَس مَنٛز سٕبٹھاہ کمال۔ اَمِس برٛ ونٛہہ یِمو فنہٕ شأعری تہٕ فنہِ بلاغتس مَنٛز رسہِ مت Rasa Theory چلوومُت اوس تِہنْدی سأری نظریہِ پھُٹ رأوی أمی پننہِ تنقیدِ ستی۔ مثلن وامن سُنْد دِیتہِ مُت کتنگُن وکروکتہ مت بیٚترِ۔ یِتھٕ پأٹھی کوٚر رسُک زأوی جارنوٚن تہٕ یہِ نظریہِ پکنووُن سٕبٹھاہ برٛ ونٛہہ۔ مغربی شأعرن پٮ۪ٹھ تہِ سَپدی أمی سِنْدِ رسہِ تھیوری ہُنْد اثر۔ تیٚچ زِنْدٕ مِثال چھےٚ John Keats مَنٛزٕ Poetry Truth is Beauty & Beauty is Truth یعنے اَتھ کُرن پننہِ انداز تشریح۔ أمی سنٛز یہِ برٛیت دِھرشینی چھےٚ

وار یاہَن نوکتن وبڑھناوان تہِ امیُک مانے ٹھیکھ پأٹھی فکرِ تاران۔

**ابھنو گپتنٕی تصنیف :**

۱۔ بودھ پنچادشِکا
۲۔ مالنی وِجے ورِتکا
۳۔ پَرا ترِشکا دِرتہِ
۴۔ تنترالوک
۵۔ تنتر شار
۶۔ تنتر وَٹہ دھانِکا
۷۔ دھونیا لوک لوچن
۸۔ ابھنو بھارتی
۹۔ پرٔمارتھ سار
۱۰۔ بھگوت گیتا تھ سمگرہِ
۱۱۔ ایشور پرٔتیہ بھجینا وِمرٔشنی
۱۲۔ ایشور پرٔتیہ بھجینا وِدٔرتہِ وِمرٔشنی
۱۳۔ کرمس لوٚتر
۱۴۔ پرمارتھ دوادشِکا
۱۵۔ پرٔمارتھ چرچا
۱۶۔ مہو پدیش وِمشتکا
۱۷۔ اُنہ تراشِٹکا
۱۸۔ اُنہ بھو نوِ ویدن
۱۹۔ تنتر وچیہ
۲۰۔ گھٹہِ کرپرکا ویہ وِدٔرنہ
۲۱۔ کرمہِ کیلہِ
۲۲۔ شِو درشٹہِ آلوچن
۲۳۔ پرارتھ پرویش نرنے ٹیکا
۲۴۔ پرکیرنکہ وِورَن
۲۵۔ کاویہ کوتک وورَن
۲۶۔ کتھا مُکھ تِلک
۲۷۔ لگھوی پرٔکرِیا
۲۸۔ بھید واد وِدھارن
۲۹۔ دیوی ستوتر وِورنہ
۳۰۔ پرکرن دِورَن
۳۱۔ تتوا دھو پرکاشکا
۳۲۔ شِو شکتہِ
۳۳۔ بمب پرتہِ بمب وار
۳۴۔ پرمارتھ سمگر یہ
۳۵۔ اُنہ ترشکہ
۳۶۔ پرکرن سوٚترم
۳۷۔ ناٹیہ لوچنہ
۳۸۔ اُنہ ترتو وِمرٔشنی بیٖترٕ

ابھنو ہٕندی فلسفانہٕ ستوٚترٕ (Eulogium):

۱۔ اُنہ تراشٹکا
۲۔ پرمارتھ دوادشِکا
۳۔ مہو پدیشن وِمشتکم
۴۔ پرمارتھ چرچا
۵۔ کرمہٕ ستوٚ ترم
۶۔ بھیرو ستو

اَمہِ علاوٕ چھےٚ ابھنو گپتن واریاہ کِتابہٕ لیچھمٕژ یِہُنٛد حوالہٕ أمی پننہٕ نٮ۪ن تخلیقن مَنٛز دِیُتمت چھُ۔ سنسکرت ادیٖکی بڈی بارٕ عالم ڈاکٹرٕ کے۔سی۔پانڈے یَن ابھنو گپتنٕی اکتأجی کِتابہٕ مانہٕ مژ یِہنٛز ذِکر ہیٚر کنہٕ کرنہٕ آیہٕ۔

أمی سُنٛد مرُن:

ونہٕ چھُ یِوان زِ ماگامہٕ پیٹھٕ پانٛژہ میل دوٗر بھیرؤ (یتھ وُنی کنٛبس پیرؤ وَنان چھِ) گوپھِ مَنٛز چھُ ابھنو گپت باہ شتھ ژاٹھ ہتھ شِو ہٕندی سوٗتر پران پران ژامت تہٕ تنہِ چھُنہٕ واپس دژامُت۔ یتہِ پأٹھی چھِ کٔشیرِ یہِ کتھ ژوپأری۔ دَپان اَمہِ گوپھِ ہُنٛد گول اوس پتھ کالہِ سبٛٹھاہ کھوٚل تہٕ پتہٕ گو وامیُک گوٚل پانے بنٛد۔ یہِ کتھ چھےٚ ڈاکٹر کانتہِ چنٛدر پانڈے یَن پننہِ تخلیق 'Aesthetic of Abhinovgupta' مَنٛز وٕنی مژ۔ اتھ مَنٛز چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ ابھنو گپتن دیُت چھُ فلسفس مَنٛز سبٛٹھاہ تھیکُن لایق۔

☆☆☆

Poetry

# نظم

ڈاکٹر بدری ناتھ کلا

یَژھٕ وٗنی چھِ اَسی پأپر جأیی
پھیرِ یَتن ژوپأری مُشکُن واو
وٗلی وٗلی ییتن سوکھٕ چکٕہ چاو
دیتن میچھر کولن ہُنٛد آب

سدا بہار روٗزی تَن ونہٕ سأمپتھ
اَنس گرٛکھ دیتن یہِ سأمپتھ
پرٛزلتن ہمیشہٕ سۄن ڈبکہٕ لۄن
سوکھ دِیتن اَسہِ دٕبن کبوٗ راتھ

مأج بُتہٕ راتھ اونٛد پۆکھ
دِیتن بأے بنٛدیس پوچھر سدا
وِزِ وِزِ سَپدِتن سۄ کأنٛلی درشُن
چھأوِتَن لۄکھ ژوپأری سوکھٕ ورشُن

موٗ دار ژھایہِ دار گُلی کٔڑ اَسی تن
تاپہٕ زٕژ دیتن اَسہِ شیٛہجار
دیتن اَسہِ ووٗنی جیۆن دان
نٔوی تَن سُونے ژوپأری پشہٕ وُن

خیال تہٕ لفظ اَسی تَن میٹھی
خوش حألی دِیہِ اَسہِ پدٕبن میٹھی

☆☆☆

Nunadreshi and Kashur Shivmat

# نُنْدِ ریُوش تہٕ کاشُر شیُومت

ژودٲہم صٕدی چھےٚ کٔشیرِ ہنٛز ادبی لحاظہٕ تہٕ سِیاسی لحاظہٕ اہم صدی مانٕنہٕ یِوان۔ اتھ صدی مَنٛز چھُ کٔشیرِ مَنٛز اکھ موٗلُل لال پٲدٕ سَپدان۔ یِہنٛز زٕژ پرٛتھ طرفس پرٛیزلان چھےٚ۔ أمی سُنٛد ناو چھُ شیخ نورالدیٖن وٗلی یا نُنْدِ ریُوش۔ ریٚشن ہنٛدِس سِلسِلس مَنٛز چھُ أمِس مہاتما سُنٛد مُقام سبٹھاہ تھوٚد۔ تِکیازِ یِہ اوس پرٛزی پٲٹھی اکھ تھدِ پایک ریُوش۔ ریُوش گوٚسہٕ یُس ترکالدرشی آسہِ یانے ییٚمہِ ہنٛز نظر ترٛیٚن کالن (وقتن) پیٹھ آسہِ۔ تہِ گوٚ یُس ماضی ہَس، مُستقبلس تہٕ حالس وُچھان آسہِ۔ روٗحانیچ نظر آسنہٕ کِنۍ اوس یِہ مہاتما(Greatiual) تہٕ ریُوش تہِ۔ یِہ اوس اہمسا (عدم تشدد) درمُک پرٛچار کرن وول۔ مہاتما بُدھس پتہٕ لوٚگ أمی ہنٛدِس دورس مَنٛز اہمسا درمنس سبٹھاہ پوچھر۔ مہاتما ہَس تہٕ ریٚشن مَنٛز ییم آثار آسنۍ گرٛھن تِم چھِ پوٗرٕ پٲٹھی أمِس مَنٛز لبنہٕ یِوان۔ اَمہِ کِنۍ ہیکو أمِس مہاتما تہٕ ریُوش تہِ وٕنِتھ۔

أمی ہنٛدِس دورس مَنٛز کُس فلسفہٕ اوس مقبوٗل بنیومُت۔ اَمہِ کٕہس پسِ منظرس سام ہیٚنۍ چھےٚ ضروٗری۔ شیومت اوس کٔشیرِ مَنٛز اشوک ہنٛدِ وقتہٕ (272 - 232 B.C) برٛونٛہہ پھہلیومُت۔ مگر شِیوٕ فلسفُک زَن سپُد ییٚتہِ اِٹھمہِ صدی مَنٛز اَمہِ برٛونٛہہ اوس نہٕ ییٚتہِ کانٛہہ فسلفہٕ بارسس آمُت۔ تریمبکا دیٖتنۍ نیچوی سنگما دِتین کوٚر گوڈنیتھ اَمہِ فلسفُک پرٛچار تہٕ کوٚرُن ییٚتہِ ترٛیمبُک مِٹھکا ناوُک اکھ سکوٗل قایٔم۔ اِٹھمہِ صٕدی پیٹھ ہُرمہِ صدی تانۍ روٗد ییٚتہِ امیُک پرٛچار زورن پیٹھ۔ اتھ سونہری دورس مَنٛز وٕتھی شیو فلسفکۍ بٔڈی بٔڈی آچاریہ تہٕ گیٲنی ییمن مَنٛز وسو گُپت آچاریہ، سومانند، اُتپل دیو تہٕ ابھنو گُپت زیوٚ ہیٚنۍ لایق چھِ شیو فلسفہٕ کیٛاہ گو تہٕ اِمکۍ اصوٗل کیٛاہ چھُ۔ اتھ پیٹھ کیٛنٛہہ وَنُن چھُ ضروٗری زِ: شیو فلسفہٕ وَنان شیومت نہٕ کیٛنٛہہ۔ تِکیازِ متس مَنٛز چھُ زیادٕ مذہبی اعتقاد غٲلب آسان۔ یِہ شیو چھُنہٕ کیلاش پہاڑس پیٹھ روزن وول شیو بلکہ یِہ چھُ مُکمل أنتہٕ روٚس شُد پرٛکاش روٗپ (خٲلص نوٗر) اَمہِ فلسفکۍ اہم اصوٗل چھِ ییم۔

یِہ دُنیاہ چھُ پوٚز۔ ویدانتکۍ پٲٹھی چھُنہٕ اَپُز یا دوکھ تہٕ برٛم تِکیازِ کاینات چھُ حقیقتُک ساکار (ظٲہِری روٗپ) آتما (روٗح) چھُ چیتنیہ یعنے وُن یا شعوٗر۔ یِہ شعور چھُ ترٛیٚن قوتن ہُنٛد مُرکب۔ اِچھا شکھتی (قوت) گیٛان شکھتی (قوت شناخت) تہٕ کرٛیا شکھتی (قوت عمل) ییٚمہِ کایناتُک ماخز چھُ شیو یعنے اعلا ترین حقیقتھ مانٕنہٕ یِوان۔ یَس سارِوٕے طاقتو سٟتۍ برِتھ چھُ سروگنہِ (سورُے زانَن وول) سروکرتا (سورُے کیٛنٛہہ بناون وول) تہٕ سرو سوتنٛتر شکتہِ مان (پننہٕ نٟن سارِنٕے طاقتن پیٹھ خود موختار مٲلِکھ) اَتھ برعکس چھُ اکھ (Individual Soul) یا اِنسان الپگنیہ محدوٗد سوچن وول الپہ کرتا (کٲم کرنُک محدوٗد طاقتھ تھَون وول تہٕ الپہِ شکتہِ لا محدوٗد طاقتہٕ سٟتۍ تہٕ خود موختارانہٕ قُوتہٕ سٟتۍ یِہ کایناتھ بناوان چھُ۔ تِتھے پٲٹھی چھُ اکھ زیٖو یا اِنسان پننہِ خود موختار تہٕ پننہٕ محدوٗد طاقتہٕ سٟتۍ پنُن دُنیاہ تہٕ پنُن لون بناوان۔ ییم ترٛے شکھتی یِہ چھےٚ زیوس وِرش مَنٛز میٖج ہٟش۔ اَمہِ

فلسفہِ مۆجۆب چھِ خیال تہٕ معل (Action & Ehoght) اِنسان سٕنٛز زِندگی۔ یێلہِ یِم زٕ چیز اِنسانس ختم گژھن۔ سُہ گوتیٚنٛدِ خاطرٕ موتھ۔ تِکیازِ زِندگی چھےٚ ہلچل (Movement) اَمہِ اصوٗلہٕ مۆجۆب چھُنہٕ اِنسانس گرٕ بار ترٛاوِتھ غارن تہٕ گوٚپھن مَنٛز عبادتھ کرٕنی ضۆرۆری۔ سُہ ہیٚکہِ گرس مَنٛز رۆزِتھ تہٕ رۆحانی بُلنٛدی پٕراوِتھ تہٕ حقیقتھ زانِتھ اَمہِ کِنہِ بُنیادی اصوٗلو مۆجۆب چھُنہٕ اتھ فلسفس مَنٛز دقیانوسی رسمن تہٕ رِواجن کانٛہہ تہِ گُنجایش۔ اتھ مَنٛز چھُ ادویتک یعنے وحدانیتک خۆب پرٛچار کرنہٕ آمُت۔

اَتھ صدی مَنٛز اوس شیوفلسفُک اثر وادی مَنٛز سۆن تہٕ گۆن لبنہٕ یِوان۔ اسلامن یێلہِ یێتہِ پَنُن قدم ترٛوو۔ یێتہِ کِہن لۄکن اسلامکی عقیدٕ تہٕ توحیدکی اصوٗل سمجھنَس مَنٛز آیہِ نہٕ کانٛہہ دِقت پیش۔ تِکیازِ دۄشوٚنی درٕہن ہِنٛدی خیال اَسی ہِوی۔ یۆ دوَے اَسی فلسفہِ کِس زاوی جارس کُن گژھو تہٕ اَسی واتو اَتھی نتیجس پٮ۪ٹھ زِ سارنٕے فلسفن ہِنٛدی بُنیادی اصوٗل چھِ کُنی۔

یِمن دۄشوٚنی فرقن ہِنٛدی وۄپدیشک (پَیغام دِنہٕ وٲلی) پٮ۪ٹھی عام لۄکن یِم خیال باونہٕ تہٕ بٲے بنٛد تِکی ملہٕ ژارِکی پَیغام دِنہِ۔ یِمو تٲریخی تہٕ ادبی حالاتو کِنہِ چھِ اَسی صاف پٲٹھی ہِکان وُنِتھ زِ اَمہِ فلسفُک اثر اوس یێتہِ کِہن لۄکن پٮ۪ٹھ پیوٚمُت تہٕ عام لۄکن تانی اوس امیُک پَیغام وۄتمُت۔ اَمہِ کِہ اثرٕ نِشہِ روزنہٕ لل دید تہٕ نُنٛدٕ ریۆش مُچھِ۔ لل دیدٕ ہِنٛدٕ ہن واکھن مَنٛز چھُ شیوفلسفُک اثر ٹاکارٕ پٲٹھی لبنہٕ یِوان۔ نُنٛدٕ ریۆشی شُرٕکی تہِ رۆدی نہٕ شیوفلسفہِ کِہ عنصرو نِشہِ لۄب۔ وُچھِو یِہنٛدی کیٚنٛہہ

شرٛوکی:

سُے تس نِشے بہٕ تس نِشے
مےٚ تس نِشے قرار آو
نحقہٕ ژھۆنٛڈُم مےٚ پرٕدیشے
پنُنے دیشے مےٚ یار آو

(نۆرنامہٕ۔ ترتیب کار محمد امین کامِل صفہٕ ۱۰۰)

سٲری ترٛاوِتھ روٹُکھ مےٚ ژٕے
مےٚ ژٕے ژھانڈان لۄسم دوہ
جانس مَنٛز یێلہِ روٹُکھ مےٚ ژٕے
مےٚ ژٕےٚ تہِ پانس دیُتم ژھوہ

(نۆرنامہٕ صفہٕ ۵۹)

یِمن شرٛوکین مَنٛز چھِ یِم فرماوان زِ سُہ خودا چھُ مےٚ نِشہِ۔ سُہ چھُنہٕ مےٚ نِشہِ الگ کیٚنٛہہ۔ ہنگہِ منگہِ ژھۆنٛڈ مےٚ سُہ اورٕ یورٕ۔ پٕنٕنس دیشس مَنٛز یعنے پٕنٕنس پانس مَنٛز آو مےٚ سُہ اتھِ۔ شیوفلسفہِ مۆجۆب چھُ اِنسان پرٛم شیو یعنے اعلا ترٕین حقیقژ ہنٛزٕ زژ۔ پَنُن پان پرٛزناوی تھے ہیٚکہِ سُہ حقیقتھ زانِتھ۔ اَمہِ خاطرٕ چھُنہٕ تَمس غارن گوٚپھن مَنٛد ورن تہٕ مَشیدن مَنٛز گژھُن۔ یِتھہِ پٲٹھی ہِہہ شالہٕ کھیلس مَنٛز لگِتھ پَنٕنی بہودُری بیٚترِ صِفتھ مَشراوِتھ شالے ہیۆ چھُ بنان، تِتھے پٲٹھی چھُ اِنسان دُنیاہَس مَنٛز ملوٗکِنہِ قدرتی صِفتھ بیٚترِ مَشراوان۔

پَنُن پان پرٛزناوُن چھُ اَمہِ فلسفُک ہرتر۔ اتھ فلسفس چھِ شیو فلسفس منٛز (Doctrine of Recognition) وَنان۔ اَتھ فلسفس کُن اِشارٕ چھُ یَتھ شرٛوکس منٛز میلان یعنے ہَے زُوٕ پانس پیٛتہٕ، پاَیس پینُک مطلب چھُ ورٛتس منٛز میچہِ قوتن ہُند صحٔی استعمال کرُن۔

سُے اوس تہٕ سُے ہوآسی

سُے سُے کُری زِییٚتہِ

سُے سأری اندیشہٕ کاسی

ہے زُو پاَیس پیٛتہٕ

(نۄر نامہٕ صفحہٕ ۹۳)

کیٛاہ کرِتسنٛز کرٛ ے تہٕ کارن

یَس بٔیِس اتھ دارُن پیٚیہِ

(نۄر نامہٕ صفحہٕ ۱٦۷)

یَتھ شرٛوکس منٛز چھِ تِم وَنان زِ یُس اِنسان بٔیِس اتھِ دارِ تٔمی سنٛز عمل چھےٚ فضۄل تہٕ بے کار۔ شیو فسلفہٕ مۄجۄب چھُ اِنسان پَنُن پان سُدارُنس منٛز پانہٕ ذِمہٕ وار۔ دۄیمس محتاج روزُن چھُنہٕ تَس ضۄرۄری۔ تِکیٛازِ سُہ چھُ اشرف المخلوقات، سُہ ہیکہِ پننہِ خود موختارانہٕ ارادٕ ستۍ (Sovereignty & Will) پَنُن دُنیاہ پانہٕ بنأوِتھ۔

یُس اوس تتی سُے چھُے پیٚتی

سُے چھُے پرٛتھ شایہِ رٔٹتھ مکان

سُے چھُے پیٛادِ سُے چھُے رتھی

سُے چھُے سورُے گُپتھ پکان

سُہ پرٛم شیو یا اعلاترٖین حقیقتھ چھُ پیٚتہِ تہِ تہٕ تتہِ تہِ یعنے سُہ چھُ عالمہٕ ہیٚور۔ (Transcendental) تہٕ عالمس منٛز۔ (Non Eran-Scendental) تہِ۔ عالمہٕ ہیٚور چھُ سُہ پرٛکاش رۄپ (خألِص نۄر) تہٕ عالمس منٛز چھُ سُہ وِمرش رۄپ (مجأزی) یۆتانۍ کانہہ خیال منہٕ کس آگرس منٛز ڈُبتھ چھُ یعنے ظأہِر چھُنہٕ یۆتانۍ گو پرٛکاش ییٚلہِ یہِ خیال یا کأم عملہِ کنۍ بٔیِس بوزنہٕ ییِہ یعنے ظأہِر سپدِ سُہ گۆو وِمرش۔ پرٛم شیو سُنٛد ظہۄر چھُ یہِ کاینات۔ اِو موکھ چھُ سُہ پرٛتھ جایہِ بیٚون بیٚون رۄپن منٛز درٛینٛٹھی گژھان۔ پیٛادِ تہِ چھُ سُے رتھ چلاوَن وول تہِ چھُ سُے یتھِ پأٹھی چھُ سُہ پَنُن پان کھٹتھ پرٛتھ جایہِ، پہاڑ، دٔریاو، کُلۍ کٔٹ پٔشۍ بیٚترِ چھِ تٔمی سنٛدے مختلف رٕپھ۔ پرٛتہِ بھجنٛیا فلسفُک اثر چھُ اَسہِ یَتھ شرٛوکس منٛز لبنہٕ یِوان۔

کھورِ رۄستے جہازٕ تۆرُم

مورُم ملہٕ لۄپ تہٕ مُہہ

سٔیدِ ووٚنٛدِ رٔہتھ صاحب گورُم

اِدِ پرٛزِ نووُم پَنُن رُح

(نۄر نامہٕ صفحہٕ ۱۵۲)

اَتھ کنٛدِ پانس مودِم رِنٛدو
اَمہِ ستۍ ووٚنٛدٕ مل ووٚتھی نو
اَمہِ تسبیچہ عاصہٕ تہٕ جندو
اَمہِ پھنٛدٕ سُہ اتھ تٔیی نو

(نوٗر نامہٕ صفہٕ ۱۵۵)

یَتھ شُرٛ وٚکس مَنٛز چھِ تِم فرماوان زِ پننِس پانَس سنگار کرنہٕ ستۍ چھُنہٕ منُک مل دوٗر گژھان۔ مال زٕپٕنۍ چھےٚ اکہِ قسمُک ژھل اَمہِ ستۍ پیٚیہِ نہٕ سُہ اتھِ۔ نُنٛدٕ ریوٚش چھُ کیہِ داسنۍ پٲٹھی مال زپنٕس پاکھنٛڈ مانان۔

☆☆☆

Kashur Shivmat

# کٲشُر شیٚومت

شیٚو درٛم چھُ دُنیا ہکٮ۪ن پرٛانٮ۪ن درٛمن مَنٛز اکھ۔ اَمچہِ کیٚنٛہہ شاکھٕ آسہٕ پتھ کالہِ دُنیا ہکٮ۪ن مُلکن مَنٛز پھٲلِتھ۔ وقتہٕ چہِ تبدیلی ستۍ ژھوکھٕ یہِ درٛم۔ ہندوستانَس مَنٛز چھِ اِمکی کیٚنٛہہ سمپرٛداے موٗجوٗد۔ راجستھانس مَنٛز یا شپُت شیٚو، تامِل ناڑوہَس مَنٛز سِدانت شیٚو۔ جنوٗبی کرٛناٹکس مَنٛز ویرٕ شیٚو تہٕ کٔشیرِ مَنٛز ادویت شیٚو۔ ادویت گو Nondual۔ یمن ژون مَنٛز چھُ یِشر تہِ بیٚنہٕ تہِ میلان۔ یِیتِھن ترٛ اِو بہٕ ژھوٹرأ وِتھ صرِف کوٚشُر شیٚومتَس پیٹھ گاش۔

کٔشیرِ ہِنٛدِس پرٛأنِس توٲریخس سام ہیتھ چھُ اَسہِ نَنان زِ کٔشیرِ، چھےٚ ترٛین دارٲہن ہُنٛد سنگم شیٚو اِزم، بُدھ اِزم تہٕ صوٗفی اِزم (مت)۔ یمن ترٛین متَن یا اِزمن مَنٛز پھٲلیو یِیتہِ صوٗفی اِزم ژوداُہمہِ صدی پیٹھٕ۔ کوٚشُر شیٚو مت پھبوٕ کٔشیرِ مَنٛزٕ ے یوٚت ہندوستانس مَنٛز نہٕ کُنہِ جایہِ۔ اَوے چھِ اتھ کشمیر شیٚو اِزم وَنان۔ یِیتہِ کیٚو فسلفہٕ دانو وبرٛژہنوو یہِ فسلفہٕ پننہِ آیہِ تہٕ دِتُکھ اکھ نوٚو سونٛچ دُنیاہَس۔ ہندوستأنۍ فلسفکۍ چھِ شےٚ سکوٗل ویدانتہ، سانٛکھیا تہٕ یوگا فلسفہٕ بیٚترِ یمو لوٚب ہندوستانس مَنٛزٕ وودبو۔ مگر کشمیرِ شیٚو فلسفن کوٚڑ کٔشیرِ مَنٛزٕ ے کاڑ۔ یٚیمہِ کیٚو آچارِیو دیُت نیٚبرٕ مٮ۪ن آچارٮ۪ن ہِنٛدٮ۪ن فلسفِیانہٕ خیالن چھوپٕنھ۔ تہٕ کوٚڑُکھ تمُک ہُر بر تہٕ کوٚڑُکھ پننہِ آیہِ پٕش شیٚو متُک گوڈ۔ شیٚو متُک پرٛچارک اوس سنگما دِتیہ، تس ہِنٛدِس خانٛدانس مَنٛز زاو آچاریہِ وسُہ گُپت۔ یہِ اوس سُہ وقت یٚیلہِ کٔشیرِ مَنٛز بُدھ متُک

پڑ چار اوس زورن پٹھ۔ أمی آچاربن لۍ شِو ہِنٛدِ وننہٕ موٚجوٗب دأہۍ گامہٕ کِس گُنس جنٛگلس منٛز أکِس بجہِ شیلہِ پٹھ کھٔنِتھ شِو سوٗترٕ۔ یم گرٛی تٔمی کلم بنٛد۔ اتھ کنہِ چھِ شنکر پل وَنان۔ اور أسی لۆکھ پتھ کالہِ شرٛ اونہٕ پٔنٛم دوہ درٛشُن کرنہِ موکھ گژھان۔ یتھ پأٹھی چھِ یہِ وسہ گُپت شِو متک بأنی کارماننہٕ یِوان۔ شِو متچ بُنٛیاد چھےٚ یمن سوٗترن پٹھ شِو سوٗترن ہنٛزِ بُنٛیأز پٹھ لیکھی وسہ گُپتن سپنٛد سوٗتر۔ یمن سپنٛد سوٗترن ہنٛز گرٛتٔمی ہِنٛدی شیٚشی بھٹہ کلن وِیا کھا، تشریح۔ یہِ اوس سُہ دور ییٚلہِ راز للتادِتی اوس بیٚتہِ راج کران۔

أمِس وسہ گُپتس پتہٕ وۄتھ نۆمی صدی منٛز آچاریہ سوماننٛد تیٚمی ہِنٛز شِو درٛشٹی پرٛتہِ بھِجنٛیا فلسفس منٛز بانہِ شِوِ فلسفس منٛز اہم فلسفی یانہٕ تصنیفماننہٕ یِوان چھِ۔ پتہٕ وۄتھی امہِ فلسفٕکۍ واریاہ آچاریہِ سوماننٛدس پتہٕ۔ اُتپل دیوٕ پتہٕ آچاریہِ ابھِنو گُپت ذٔہمہِ صدی منٛز بیٚیہِ کھیم راج بیٚترٕ۔ آچاریہِ ابھِنو گُپتن بنوو یہِ فلسفہٕ مُکمل۔ اتھ رۄزنہٕ ووٚنی کُنہِ قسمچ گیٚنٛز۔ أمی کۆڑ دود تہٕ پوٚنی الگ۔ اُتپل دیونہِ ایشور پرٛتہِ بھِجنٛایہِ أمی (ابھِنو گُپتن) وِمرشنی ناوِچ تشریح یوسہٕ شِو فلسفک زأوی جار ہاوان چھِ۔

اتھ فلسفس چھِ ادویت فلسفہٕ Medium وَنان۔ یہِ فلسفہٕ چھُ اَسہِ ترٛےن باگن منٛز میلان۔ گوڈنیک گو آگم شاسترٕ، دۆیُم گو سپنٛد شاستر۔ یہِ چھُنہٕ کأنٛسہِ اِنسانن لیٛوکھمُت۔ پتہٕ اوس یہِ شاستر عِلم، گورٕ شیش ہِنٛدِس رۄپس منٛز زبأنی ژتس یِوان تھونہٕ۔ اتھ آگم شاسترس منٛز چھِ یم شاستر یِوان مالنی وِجے تنٛترٕ،

وِگیان بھیرو، ترگیندر تنٛتر بیٚترٕ۔ دویُم گو سپنٛد شاستر اتھ ادویت فلسفس منٛز چھِ یم کِتابہٕ سپنٛد سوٗترٛیا، سپنٛد کارِکا۔ اتھ پٹھ چھےٚ بیٛون بیٛون ٹیکایہِ (Commentry) میلان۔ رامہٕ کنٹھن وِورتی، کھیمہٕ راجن سپنٛد سنٛدو یہِ تہٕ سپنٛد نِرنے، سپنٛد لفظُک مانے گو Movement or vibration یا حرکت۔

The spanda system, positively speaking is the power of consciousness which gives the life to the senses. Negatively, it is the system in which no pain or pleasure or negation of these exist.

ترٛییُم گو پرٛتہِ بھِجنٛیا شاسترٕر۔ پرٛتبھِجنٛیا شبدُک مانے گو پٔنُن پان پۆت پھِرِتھ زانُن۔ ییٚلہِ یہِ زیٖو (Individual Soul) پٔنُن پان زانان چھُ پتہٕ چھُ سُہ بیٚیہِ موٗلہٕ رۄپس ستی یانہِ آگرِس ستی میلان تہِ گو Universal consciousness ستی میلان۔

Lpratyabhijna means recognisim one's self once againt. This represenets on act by which one realises and reunites with origional state (Universal Consciousness).

یہِ فلسفہٕ چھُ پزی پأٹھی ترٛکہٕ شاسترٕ کِنی زاننہٕ یِوان۔ سُہ چھُ یتھہٕ پأٹھی شِو (The universal being) رعظیم مستی، شکھتی (The universal energy) تہٕ نر (Individual)۔ نر شکتہٕ شِو اتمکم نرٛکم، یہِ ترٛکہٕ فلسفہٕ چھُ آچاریہِ ابھِنو گُپتن تنٛترالۆکس منٛز وِبژھنوومُت۔ شِو چھُ یتھہٕ دُنیاہَس منٛز یتھ وسان تہٕ کھسان تہِ۔ یہِ چھےٚ اکھ لگاتار پرٛکرٛیا (powers) ۔ تہِ گو یہِ آکاشہِ

لوتہٕ پٹھ وٕستھ چھُ اِنسان پرٛتھوی تولنٕس پیٹھ جانہٕ بُت راٛژ پیٹھ یِوان۔ مانووے شِوٕ ے چھُ پٔشی روٗپس یِتھ پٔنُن وجوٗد مُشراوان تہٕ پتہٕ ژھرٛٹہٕ ژھرٛٹھ کران۔ تہٕ دوکھ بوٗگان یێلہِ سُہ پٔنُن پان چھُ زانان تہٕ چھُ تَس ءستی لےَ (محو) گژھان۔

شِو چھُ پٔشی روٗپس مَنٛز یِتھ دُنیاہَس مَنٛز پٔنُن وجوٗد مُشراوان تہٕ چھُ ژھرٛٹہٕ ژھرٛٹھ کران وارِیاہ قسمکۍ دوکھ بوٗگان۔ یێلہِ موٗرتژ اٰوِتھ سُہ پٔنُن پان چھُ زانان تہٕ چھُ تس آگرِس ءستی لےَ (محو) گژھان۔ یِتہٕ پاٹھۍ ءسہہ چھُ شالہٕ ءسنٛز گوپھِ مَنٛز روٗزِتھ پٔنُن وجوٗد مُشراٰوِتھ شال ہیٚو بنان تِتھے پاٹھۍ چھُ اِنسان ملوَکنۍ اگیانہٕ کنۍ (ignorant) پٔنُن وجوٗد یِتھ دُنیایَس مَنٛز مُشراوان تہٕ دُنیاہ کِس لوہ لنٛگرس مَنٛز پھسان۔ یێلہِ سُہ پٔنُن پان زانان چھُ تٔمِس چھُ گیان یِوان تہٕ چھُ حقیقژ ءستی یِتھ پرٛمہٕ شِو چھِ شیوٕ فلسفس مَنٛز وَنان۔ میلان تہٕ سُے بنان۔ یہِ گو آتمہٕ گیان یا پرٛتیبھِجنیا (The doctrine of recognisation)۔ یِم مل چھِ ترٛیِیہِ قسمکۍ آنومل، مائیمل تہٕ کارمہٕ مل۔ ڈٔرِتھ۔

شیوٕ فلسفہٕ چھُ شِو تہٕ شکھتی پیٹھ بٔرتھ۔ شِو چھُ شکھتی روٗس شِو یانہِ موردٕ۔ شکھتی چھےٚ یِتھ کایناتس چلاوان۔ شکھتی بغاَر چھُ زگتھ (دُنیاہ) زڈ (Inainmate)۔ پزر چھُ یہِ زِ شِو تہٕ شکھتی چھےٚ نہٕ الگ تھلگ کیٛنٛہہ۔ ناوِ کنۍ چھِ اَسہِ یِم بیٛون باسان۔ یانہِ شِو چھُ الگ تہٕ شکھتی چھےٚ الگ۔ یِتہٕ پاٹھۍ ہلکۍ زٕ طرف چھِنہٕ سِکس نِش بیٛون۔ یا یِتہٕ پاٹھۍ ژٔندرس نِشہِ چھُنہٕ زوٗن الگ تھلگ کیٛنٛہہ تِتھے پاٹھۍ چھُنہٕ شِو شکھتی نِشہِ الگ۔ یہِ خیال چھُ یِتھ شلوٗکس مَنٛز وننہٕ آمُت:

शिवश्चशक्तिमद्रूपात् व्यतिरेकं म गच्छति।
तादात्म्यमनयो र्विद्यात् चन्द्र चन्डिकयोरिव।।

شیوٕ فلسفہٕ موٗجوٗب چھُ اِنسان شِوٕ سُنٛدُ ے روٗپ۔ سُہ چھُ Mini Shiva شِوس مَنٛز یِم شکھتی چھےٚ تِم شکھتی چھےٚ زیٖوس (اِنسانس) مَنٛز تہِ۔ تِم شکھتی چھےٚ اِچھا شکھتی (Soverignity of will)، گیانہٕ شکھتی (Power of knowledge) تہٕ کرٛیا شکھتی (Power of action)۔ پرٛتھ کانٛسہِ اِنسانس چھےٚ یِم شکھتی درٕسس مَنٛز مێج ءژ۔ یِتہٕ پاٹھۍ چھُ یہِ اِنسان کاٗم کران۔ أکِس کرٛالس یێلہِ بانہٕ بناوُنی چھِ آسان۔ گوڈٕنیتھ چھےٚ تٔمِس یہِ خاٗیِش سپدان۔ پتہٕ چھُ امہِ خاٗطرٕ میٚژ انان۔ یہِ گژھِس پتاہ آسُن اتھ کوسہٕ میٚژ لگہِ۔ سُہ گو گیان یہِ گژھِس آسُن۔ پتہٕ چھُ سُہ پٔنُن یہِ خیال با تصوٗر عملہِ مَنٛز انان۔ یانہِ Action مَنٛز اَنان تہٕ بانہٕ بنان۔ تِتھے پاٹھۍ چھُ اکھ شاٗیر یا اکھ مُرٛژگر بیٚترٕ پننہِ خاٗیشہِ مُطاٗبِقہٕ پٔنُن دُنیاہ بناوان۔ اِنسانس تہٕ پرٛمہٕ شِوس (عظیم ہستی) مَنٛز چھےٚ یہِ فرق زِ زیٖوس مَنٛز چھےٚ یِم قووژ، شکھتی محدوٗد مگر پرٛمہٕ شِوس مَنٛز چھےٚ یِم لامحدوٗد۔ یہِ چھےٚ وٕنٛھۍ پوٗٹھۍ عظیم لنٛگ تہٕ اِنسانس مَنٛز فرق۔ یِتہٕ پاٹھۍ أکِس بیٛاٗلی پھٔلِس مَنٛز کُل، پنہٕ بٔرگس، لنٛگ لنٛجہِ، پوٗش موٕ بێترٕ موٗجوٗد چھِ تِتھے پاٹھۍ چھےٚ شِوٕ ءسنٛدِس دِلکس بیٛاٗلس مَنٛز ساٗرے کایناتھ موٗجوٗد۔ تس بیٛون چھُنہٕ کانٛہہ تہِ چیز۔ یہِ ساٗرے کایناتھ مَنٛز جمادات، نباتات بێترٕ چیز چھِ یِم ساٗری چیز چھِ تٔسنٛدی انیکھ روٗپ۔ یہِ خیال چھُ یِتہٕ پاٹھۍ یِتھ پدس مَنٛز بووُمت:

यथा न्यग्रोध बीजस्थ: शक्तिरूपो महाद्रुम:।

तथा हृदय बीजस्थं जगदेतत् चराचरमू।।

شِو چھُ دراصل نِراکار، رٔوپہٕ رنگہٕ نِشہِ مُچھِہ۔ یہِ چھُ پرٛکاش رٔوپس منٛز عالمہٕ ہیٚوٚر تہٕ وِمرش رٔوپس منٛز عالمس منٛز۔ پرٛکاش رٔوپ گو خاٗلص نوٗر۔ وِمرش رٔوپ گو معجاٗزی رٔوپ۔ یتھِ پاٗٹھی چھُ یہِ ابدی۔ یہِ چھُنہٕ کیلاش پروتٕک شِو کیٚنٛہہ۔ یہِ چھُ انادِ تہٕ اننت۔

☆☆☆